


قسطِ دوئم

16188

زیرِ اہتمام
# مقبول اینڈ برادرس
کیگام تحصیل پلوامہ کشمیر

(مطبوعہ نشاط الیکٹرک پریس سرینگر)



قیمت: دو آنے

# تعارف

رفیق رنجور اعظمی ہمارے جواں سال کلاکار ہیں۔ آپ نے اپنی منزل کی طرف عزم و استقلال سے بڑھنا شروع کر دیا ہے۔ آپ ایک پُر درد انسان بن کر سماجی اونچ نیچ کی شکست و ریخت کر کے ایک منصفانہ سماج تعمیر کرنے کے پرچارک ہیں۔ آپ کے نغمے اپنے اندر ایک حیات آفریں ولولہ اور حوصلہ رکھنے کے علاوہ مسحور کن تانیں جھنجھناتی ہوئی فضا اور زندگی کو اپنے احاطہ میں لیتے ہوئے تہلکہ پیدا کر رہے ہیں۔

رنجور اپنے سماجی بھونڈے پن کو کریدکر ننگا کرنے کی جدّ و جہد میں بدرجہ کی دلچسپی دے رہا ہے۔ ایسا دکھائی دیتا ہے کہ اس میں بے پناہ تنقیدی صلاحیتیں موجود ہیں۔ اگر ان صلاحیتوں کو سنوار کر نکھار اگیا تو کوئی تعجب نہیں رنجور کشمیری شاعری میں بہت بلند مرتبہ کا مقام حاصل کرے۔

رنجور شاعر ہونے کے علاوہ کسان مزدور تنظیم قائم کرنے کے لیئے عملی جدّ و جہد بھی کر رہا ہے۔ میرا خیال ہے کہ رنجور انقلابی تحریک کی عظیم خدمت کر سکتا ہے۔ بشرطیکہ یہ اپنی منزل کی طرف جانے والی راستوں کے موڑوں سے بچ کر نکلنے کے لئے اپنے ذہن کو صحیح قسم کے انقلابی شعور سے سنوار رکھنے کی پیہم جدّ و جہد جاری رکھیں۔ خدا کرے کہ ان کے نغمے پوری تابناکی سے محنت کشوں کو جھنجھوڑ کر بیدار کرنے کا باعث بن جائیں۔

آمین

جی۔ ایم۔ میر آجیر
(۳ جون ۱۹۵۵ء)

# بہارس کُن

کرژہ آمُت چھُک بہارو اسہِ تہِ گوشُن کرِنہِ ہیٔے

سون کُن ییتِ ہیٔے اِشارا روشہِ اسہِ کُن کرٕزِہیٔے

باغوانو ما امیرو ٹھہرٕ تھوٚی اسہِ کُن ہِنس،

گیا غریبن کُن تہِ ییتِ ہے شفقتا زانھ کرٕزِہیٔے

پوشہ تھرِ نیٚ نِشُس لگوٚی رس مسّولن ییٚنبرزٕلن

نادہ ڈکرٕین دٔرشنا دِزِہے دِلاسا کرٕزِہیٔے

گملہ پھولہ نادِتھ امیرن آنگنن جنّت کرِتھ،

سوٚن آنگن کُن تہِ کتہِ دٔوہ ژورہ پاپھٹی ترٕزِہیٔے

باغ یم سانین اُمیدن ہئد ہرِتھ زرزِتھ ہمیٚت

تیم تہِ سبزا سبزٕ شوٚختکہِ جوشہ سیٚنتی کرٕزِہیٔے

چھےٚ مسیحائی اتھس کیتھہ زِندہ چھک مُرِدن کرِان

لولہ بیمارن علیلن ہُند تہٕ پروا بڑٕ نہٕ ہیٚے
تاوہ لدِ بیرن بٹھیٔن یلہٕ زن سبز تخمل ولتھ

اسہٕ تہٕ ہمٕتئ ہایہ کھوپریٔن منز عیادت کرٕ نہٕ ہیٚے
یم نشاطہٕ یم شالہ مار گُلشن سبز مُنوٕ کرِتھ

شبنمک چھپر کادِ سایٔن ڈدہٕ وِنن زانہٕ کرٕ نہٕ ہیٚے
روشہٕ بیرٕ ہیٚے جلوہ دِ ہیٚے حال سون زانہٕ وُچھر ہیٚے،

ڈولہٕ بیٔیت نئے وار آیِوی ژُورہٕ شامن ترٕ نہٕ ہیٚے
نیتھہ ننٔن پانن وندکس اسہٕ کانگرٔین لاریومازٕ،

ڈٕ ہمتیٔن بینن تہٕ نظرا ڈورہٕ ڈورے کرٕ نہٕ ہیٚے
کیا تہٕ چھیٚنا بوزمُت زنجورہ سُندہ دردک وِداخ

پرٕ ہیٚے زاہ کرٕ ہیٚے گوشن یین اوٗش ہرٕ نہٕ ہیٚے

(۲۲ اکتوبر ۱۹۵۲ء)

# باغ پھولہِ لولو

آب فیرہِ سائنہِ کولہِ   باغ پھولہِ لولو   وُچھ ییٚرک داغ ژٕلہِ،

باغ پھولہِ لولو

کٹھ کُٹش ژٕتُشُر دراو   سُوٹس پچھُو آو آو   وندہ ژٕلہِ شین گلہِ

باغ پھولہِ لولو

ژٕیتٕر چِھ گگرایہ،   گرٕ ھتہِ لچہ بیوایہ   پروَہ ترٕوٕو وُزملہِ

باغ پھولہِ لولو

ہوش فیرہِ باغن،   آب نیرہِ ناگن   ترٕیش ژٕلہِ دوُد بلہِ،

باغ پھولہِ لولو

زُلفن دراد واش   وقتن تہ کُرتلاش   گاشس پیہ گٹہ ژٕلہِ

باغ پھولِہ لولو

ییہ بنہِ انصاف،   کھوہرئین تہٕ پیتاف   ظُلمک پیُول گلہِ

باغ پھولِہ لولو

تنگہ نیٖئن تہٕ تیرن   عالمس گیرن   مان لگہِ ٹھولہ ٹھولہِ

باغ پھولِہ لولو

پیدہ کرہ اِنقلاب،   طُوفان تہٕ سیلاب   کُوہ وسن چھلہِ چھلہِ

باغ پھولِہ لولو

فاقہ پھئر سنمیلن   جل قمُر تہٕ لیٖلن   بوچھہ بوچھہ دراگ ژلہِ

باغ پھولِہ لولو

رُوٹھمُت رنجوُر،   تہٕا پھتھ دُور   ییہ اسہِ سیت دلہِ

باغ پھولِہ لولو

(۲ مئی ۱۹۵۳ء)

# قیس و کوہ کن

۱۔ پتہٕ روٗ ستھوٗی فاقہ فقرے لیلہِ ہُند امار ہیتھ
رتہ مجنوٗن نجدہ وَن تفسی کران افسوس کھیتھ،
زانہٕ سوٗی مجنوٗن محبت لیلہ ہُند لیس کرُیوٗٹھ پیو
دودہ مجنوٗن زانہٕ کیا لیُس ژورہ ژوٗل ازلیل ہیتھ

۲۔ شوقہ تس شیرینہٕ ہُندہِ فرہاد دراوِس کوہ کھتن
وُیٔن لوٗچھوٗس لوٗزان سوٗ شیرینٕ ازمِتمِ تیمٔ خسرون
قدر کیا شیرینہٕ ہُنٕز معلوم گژھِہ تس، خسروس
زانہٕ فرہادٕی فِدا شیرینہٕ پیٹھ لیُس گوٗہ کن

۳۔ مارہ نوٗ بے چارہ فرہاد حیلہ مکر کٔرِ خسرون
دودہ مجنوٗن مارہٕ قیس آسہِ شوٗ تہٕ سوٗ نچن کرن
میون نوٗزٕ لو راچھ رٕوزٕ لو رِتدہ پانٔچہٕ زندگی،
وُیٔہ چھہ خسرُ وُیٔہ رقابت وُنٔہ چھہِ قیس و کوہ کن،

(۱۸ اکتوبر ۱۹۵۲ء)

# مرُن چھُم

(یہ نظم ۲۶ر اکتوبر ۱۹۵۲ء میں بیماری کی حالت میں لکھی گئی)

مرُن افسوس حسرت، ہیتھ مرُن چھُم
مرُن ہا ہا اما ظاہر مرُن چھُم

کرُن اوسُم سُہ تھا وُنیہ چھُم تہٕ باقی
پرُن اوسُم سُہ تھا وُنیہ چھُم تہٕ باقی

ہنُن اوسُم مہ وُنیٚن مے خانہ ساقی
مہ آسُم آش پگہچ چھُم سو باقی

زُوس چھُم نہٕ، اما ظاہر مرُن چھُم،
مرُن ہا ہا اما ظاہر مرُن چھُم

کرُن اوسُم مہ نوٗ انسان تعمیر
مہ جنتٕ ہیو بناوُن اوس کشمیر

مہ تہنا وِتھ تہ ہتون اوس پرٕزُن تقدیر
ہیچھتھ آسیم چھیٚت تھو مُتٕ تدبیر

دوا دادیٚن چھوکن پرائیٚن کرُن چھُم
مرُن ہا ہا اما ظاہر مرُن چھُم

بُو وُچھ ہا آسہ کیا گردش زمانک
بُو وُچھ ہا رنگ زمینک آسمانک

بُو وُچھ ہا کانہہ بہار اپنِس پانک
بُو وُچھ ہا ساز نوِ سوزک ترانک

اما وُچھتوی مہ چھا کینہ اژ مرُن چھم

مرُن ہا ہا اما ظاھر مرُن پھم

ویٚم یارن انیم کُس یُوت طبیبس
قبر کنتہ چھم کفن کتہ چھم غریبس

دِیم کُس نکھ تُولیم کُس تھوُدغریبس
لدیم مقبرِ دُدیم کُس بد نصیبس

ودُن پانس مہ پانے اوشُس ہرُن پھم

مرُن ہا ہا اما ظاھر مرُن پھم

مرُن میُون کس نفع کس آسہ نقصان
ستم لیس کیُوت اما سُوتہ چھایہ زانان

مرُن اوُس پرُ مگر بے وقت طوفان
طمع آسیم اما وُیتہ چھم نہ نیران

رفیقن دوستن گوشن کرُن پھم

مرکن ہا ہا اما ظاھر کرُن پھم

گُلُن ہُند ترجمان دِل بُلبُلَن ہُند　　نشانا ہیُو لو ووزِجیئن وُزملن ہُند

اِشارا ہیُو لو بنیلئن زلزلن ہُند　　کڈِتھ دِل پھاٹھ وِیتھ نلہ ڈھپلن ہُند

مرُن تَجوُرہ سُند مُشکِل ذرُن چھُم

مرُن ہا ہا اما ظاہِر مرُن چھُم

---

## رُباعیات

۱۔ چھوُس عواُمک دِل مہ چھُم منزلِ مُقامِ لایمُوت
جادِ دان چھُوس زِندہ چھُم حاصل مُقامِ لایمُوت
پیئز طمع یِم آسَن تِم نیٚرنم ساڑی ضرُور
از تھیں کل ہی یِ صحِح دِیہ سمعیہ لوٗ پانئے ثبوت

۲۔ کُس مرُن مرِہ کُش مہ ماریٚم کُش مہ چھُوِ نہ ہرگز مرُن
زِندگی ہیتھ چھُوس لوٗ آمُت زندہ چھُم دُنیا کرُن
سُوی لو چھُوس یِم قیصر و کسرا نہ نمرُود ھارہ ناڈ
فرِعون یِم پھاٹہ ناڈ آیس اندر لٔسُن چھا مرُن؟

(۲۸ر اکتوبر ۱۹۵۲ء)

لہ وَقت

# عوام روزِہ موجوُد

مرُن زیُون لسُن تے پریشُن روزِہ جاری

اکھا گژہتہ ملیسَتہ زیُون روزِہ جاری

گژہن یُن رتَن تےٚ پیوُن روزِہ جاری

یہ میوُن رٕف تہ دنہ دُن گیوُن روزِہ جاری

ازل تا ابد صبح و شام روزِہ موجوُد

یُو چھُس دل عوامُک عوام روزِہ موجوُد

حیاتُک یوُ ساقی مہ موتس چھُو اِنکار

پکان کاروان ہیتھ ٹِکان تیز رفتار

کھورن تل مہ چھُم زندگی پیالہ بردار

وُچھک از نگاہ چھا پزی میان گفتار

یہ جوش و خروش خوشخرام روزِہ موجوُد

یُو چھُس دل عوامُک عوام روزِہ موجوُد

(۲۹ر اکتوبر ۱۹۵۲ء)

# جنّت بناوُن

بُوچھ ژلہٕ دُنیاہس بیہ تازہ یاوُن

مہ چھُم کشمیرٕ نوٕ جنّت بناوُن

غریبن شوٗبہٕ وُنیٔ دِلشاد تھاوُن مہ چھُم کشمیرٕ نوٕ جنّت بناوُن

ہرُ دگو ونلہ دراو بیہ نوٕ بہار آو

خوٗشی کر بُلبُلو وُنیٔ پرٛیُن غم تراو

رٕژہ چھوٚی وُنیٔ تازہ نوٕ گلزار چھاوُن مہ چھُم کشمیرٕ نوٕ

بوٗ موٚتکہٕ پنجہٕ تلہ بیہ آسس نیرِت

بُوچھ سُورِت مہ لوٚکچار آو فیرِت

بہارس داد ہیُون چھُم تازہ یاوُن مہ چھُم کشمیرٕ نوٕ جنّت بناوُن

گنڈِتھ ہُٹیٔل چھُس ارادن پیٹھ مکمّل

اگر چھُس واد چھُس گگرایہ وُزمل

یہ چھُم نوہٕ رحمتک باران تراوُن مہ چھُم کشمیرٕ نوٕ

کولن آرن فرن چھُم آب ناگن

اُن چھُم تازہ نوُ سبزار باغن

ییاتک پیالہ چھُم گُل لالہ چاوُن          مہ چھُم کشمیر نوُ جنّت بناوُن

کُمن چھُم لول محبت پیدہ اخلاص

مزدورن گرِ ییتھ کرناوہ اتھ واص

دِلس چھُم ظالمن اِلہام تراوُن          مہ چھُم کشمیر نوُ

زہنک وہمک نہ بیمک پردہ زالِت

چھُ بالکہ چھوشتہ ظلمک شیین گالت

پہن گلشن مگر چھُم شول ناوُن          مہ چھُم کشمیر نوُ جنّت بناوُن

خدا عرشک مہ فرشس پیٹھ چھو والُن

دِلس چھُک بے نیاز چھوی غلہ پالُن

زہ چھوی مے بیت تیلہ اتھ واص وُن تھاوُن          مہ چھُم کشمیر نوُ

پننٕ جرٔأت تہٕ غیرت چھُم مہ محکم
یقین محکم عمل پیٚہم بوٚ محکم
مُلے چھُم قلعہٕ وُینٕ ظُلمُک گراوُن — مہ چھُم کشمیر نوٚ جنّت بناوُن

تھزر لوٚرِ تہٕ ستیٚر لوٚرِ تہٕ برابر
کرُن چھُم سوٗم سوٗتر دُنیا سراسر
ہیوٗی مفلس تہٕ آسن ڈوٗل تھاوُن — مہ چھُم کشمیر نوٚ

نہ یمہ فرقے نہ یمہ طبقات تھاوک
فکار وسیت جہلُک کوہ وڈاوک
مہ وہمو نشہ چھیو رُوح آزاد تھاوُن — مہ چھُم کشمیر نوٚ جنّت بناوُن

یہ آقائی غلامی خواہ مخواہی
پتھر تراوُن پوشاہی کلجگاہی
گراوِ تہٕ سامراجُک ناح تراوُن — مہ چھُم کشمیر نوٚ

کرُن چھُم ناش بیہ فکرن غمن وُیٔن

سٹھا ژ دیک دُور ہمت سمن وُیٔن

کنٖوی یکسان چھُم یتہٕ پوٚز تھاوُن    مہ چھُم کشمیر توٚ جنّت بناوُن

مہ چھُم وُیٔن دُنیاہس منز جنگ کرُن بند

یہٕ لُوٹکھ دیوِ لوٚڈ سرہنگ کرُن بند

صلح چھُم نوٚن کڈُن یہ چھُم قلتہ ساوُن    مہ چھُم کشمیر توٚ

ہِس اتھہِ چھُم مہ ہیٚستس مارٕ کھیاوُن

ہس بیٚیہٕ حکمران چھُم شال تھاوُن

صحیح چھُم پوٗرٕ عدلس داد ہیاوُن    مہ چھُم کشمیر توٚ جنّت بناوُن

نگاہ پنٕنیٔن خیالن بیٚیہٕ مہ چھُم ..ُن

ازل انسانہ سٕند چھُم تٔن کڈٕنہ دیُن

غزل رنجورہ سٕند اتھ یوزہ ناوُن    مہ چھُم کشمیر توٚ

(دیکم نومبر ۱۹۵۲ء)